# جھار

منتخب ہندوستانی نظمن ہند کاشُر ترجمہ

ترتیب تہٕ ترجمہ

ستیش وِمل ★ درخشاں اندرابی

AHMAD

# جَھار

(منتخب ہندوستانۍ نظمن ہُند کاشُر ترجمہٕ)

ترتیب تہٕ ترجمہٕ

ستیش وِمل / درخشاں اندرابی

جھار : منتخب ہندوستانٔی نظمن ہُند کاشُر ترجمہٕ
ترتیب کار : ستیش وِمل تہٕ درخشاں اندرابی
چھپن وٕری : ۲۰۰۱ء
کمپیوٹر کمپوزنگ : میر شبیر
سرورق : احمد
قأمتھ : ۲۰۰ روپیہ
چھاپ خانہٕ : ایس ایس ایس آفسیٹ پرنٹرس جموں توی
فون - ۵۴۳۳۲۹ - ۵۷۳۶۵۱

# ترتیب

۷۔ تمل نظمہ

شنمکھ سُبیا

پشُو یاراما سوامی

۸۔ تیلگو نظمہ

شِلا لولِتا

سُدھا

۹۔ راجستھأنی نظمہ

سانوز دِیا

شیام سندر بھارتی

۱۰۔ ڈوگری نظمہ

پدما سچدیو

اُوشا ویاس

۱۱۔ سِندھی نظمہ

شیام جے سنگھأنی

موہنی ہنگورانی

۱۲۔ سنسکرت نظمہ

ہرش دیو مادھو

۱۳۔ کأشر نظمہ

موتی لال ساقی

امین کأمل

۱۴۔ کنڑ نظمہ

ترو ملیش

ناموگسالے

۱۵۔ کونکنی نظمہٕ

اروٗن ساکھر دانڈے

سدیش شرد لونکی کار

۱۶۔ گجراتی نظمہٕ

یوسف میکوان

جگدیش جوشی

۱۷۔ مراٹھی نظمہٕ

بلونت دھونکڈے

منگیش پاڈگاونکر

۱۸۔ ملیالم نظمہٕ

سُکت کُماری

کے سچدانندن

۱۹۔ میتھلی نظمہٕ

جیوکانت

بھیم ناتھ جھا

۲۰۔ نیپالی نظمہٕ

ہرک بہادُر چھیتری

راجندر بھنڈاری

۲۱۔ ہندی نظمہٕ

گگن گِل

اشوک جیبرتھ

اُردو نظم　　　　　　　　　　　　　　　　پروفیسر شہریار

# اٰخری پڑاو

اٰخری پڑاوس تاںٛ
ساٲنؠ پکن وٲلؠ
کیازِ ترأوِ تھکھ وَتی
پننؠ کتھ کنٛ بدلاوِ
پٔنؠن گول آکار
ژٕ یتھ سفرس پتھ
شانن پٮ۪ٹھ سکہِ بوہری بتھ
ڈژامُت چھکھ
سُہ سبلہِ اَندواتہٕ
کینہہ دوہ تھکھ کٔڈِتھ
پٲ زِواپس
یِہ وَتہ بوٗد
یُس نبس تاںٛ واتان چھُ
بوٚہی چھُ سون ٹھکانہٕ
اُسی سمکھوے یتیٚ
اُسی چھِ یتیِ آسان



# شُہن منٛز یوسہٕ دگ چھےٚ

لیکھوِ زِ
گاٗنٹہِ ہندٕ بن پنٛجن تَل چھُ
سرفہٕ سُنٛد کلہٕ

لیکھوِ زِ
سرفہٕ سُنٛد کلہٕ چھُ
کرہنکہٕ لچہٕ پیٹھ

لیکھوِ زِ کرہنکہٕ لچہٕ ہندِس
اَسس منٛز چھُ ہاُلو

لیکھوِ زِ
رَبے چھِ
ہاٗلوٕ سٕنٛدس حدِ اختیارس منٛز

لیکھو زِ

ییتہِ یہ تہِ چھُ
تہِ چھُ وُنہِ نتہٕ کُنہِ قاُدس منز

لیکھو زِ
کینہہ چھُنہٕ جان یا خراب

لیکھو زِ
نظرن تل یُس تہِ رَنگ چھُ
سُہ چھُ کوٚچ

شہن منز یوسہٕ اَکھ دِگ چھَب
سۆ ے یوت چھبے پُز

یہے اَکھ دَگ چھبے
عمل تہِ تہِ خاب تہِ
یہے اَکھ دَگ چھبےٚ
انہِ گٹہِ منز ونہٕ گاش



# نظم

کأژلٕہ چھ مَبہ
پرارتھنایہ باپتھ کھڑا سپدِتھ
گٔلۍ گنٛڈِتھ وُچھِمُت
زِمیانٮ۪ن اَتھن منٛز چھُنہٕ کینٛہ
نہ دِنہٕ خأطرٕ کینٛہہ
تہٕ نہ رَٹنہٕ خأطر
زیادِ کھوتہٕ زیادٕ آسہِ
یتھ پأٹھۍ کأنسہِ منٛز ژھاےَ
پتھ ہیکان رَژھِ کھنٛجہ باپتھ
یَمہِ کِہ آسُنک یا نہٕ آسُنک
پیٚیہِ آسِ نہٕ
آسہِ تیٚمۍ تہٕ تِتھُوت دُور
زِمیانہِ بھروسُک یا بےٚ بھروسی ہُند صدا
گرٕھبس نہٕ کِنٛہ

جوانہِ چھنہٕ گِتھی

کأنسہِ ہٕندِ دۄٚہ کھچ آواز چھا

زاثہہ کاثہہ بوزان

بَس بہٕ چھس یِبتہٕ

اَکہِ فِیرِک پوٗژھ

یہِ دِل ملولی کیازِ بوگہٕ بہٕ

ژھوپہ دَم گرِتھ

یا گو یِبتہٕ اَکہِ لِٹہِ نیرِتھ یمنہٕ واپسی

مَبہ کیاہ سزاہ میلہِ

شاید اچانک آمتہِ طوفانہٕ سأتی

اَژِمبا ئنبن نِکہٕ وارِبن، کُنٛن تہٕ اُسٕس سَبھ

شایِد یِیہٕ میأنی بَتہٕ ژاُم ہورلاینہٕ

کُنہِ تہِ کیر س آسہِ نہٕ شاید آبی

یا آسہِ تبے تہٕ صرف نٔو نہٕ آب

بنان چھ نبندرِ منز

ژُھنہِ مبہ کانہہ چھری

یاواتہِ میأنس اولادسٕندِ

یا کاںٛسہِ پٔنٕنز سٕنٛدِ
بے وقت موٚتچ خبر
مگر تتھ چھا کاںٛہہ
پٔمۍ سنٛزِ مرضی مُطابِق
گُنہٕ جنٛگہِ کِس ماُدانس منٛز
یا گُنہٕ سبکہِ صحراوس منٛز
میون واتُن ممکن آسہِ !

یہ گتھ لگہِ نہٕ مےٚ پیٚی
تمہِ مکانہٕ کُنٛ
پکنہٕ وِزِ کیاہ اُس میاٲنۍ حالتھ
یتھ ڈٕرِچہِ وٚۄتھ اوٚس
تمہِ مکانک وزٕ چہِ چھُا گڑ یلے آسان
یا چھُ گستاخی تمہِ وِزِیلہٕ تراوان
تہِ ژورِژھیہِ وُچھان روزان
یلہِ بہٕ اپارٕ نیران چھُس

شاید آسہِ کانٛہہ پٲنٛنی
تِمسی پٔنٕنٕس چھِ وُنبکھ تانٛی
میانٛی زِنٛھی شاہ ژھاران
بہٕ رُوزِ تِتھے پاٹھی مَرَن گرِتانٛی
اَسمانس مَنٛدٕے گنٛڈِتھ وُچھان
گرِگرِ
یہٕ مُشر اُوِتھ زِ
یہٕ اَسا کانٛسہِ ہُنٛز نظر
یوسہٕ مَنٛے پٮ۪ٹھ پیہے یہٕ
یا یہِ اوِسساَبِی
تَتھ پانہٕ نبارس مَنٛدٕے گنٛڈِتھ پراران
یُوس نہٕ زانٛہہ با گِہ آدَ



اُڑیہٕ نظم

رنجیتا نائیک

# یہ کمۍ سُند لوتوٕ پدٕ صدا

سوُرۍ کینہہ چھہ عجیب باسان
پوٗنۍ، ہوا، اَسمان تہٕ میژ
سأرِسیٕ الگ مزٕ، الگ مُشک
الگ صورتھ
سوُرۍ کینہہ الگ

ژوپاسے چھِ ابوُدٕ تھکۍ
لیکھی اَتھٕ دُسخط
یہ کُس وۄتھ لوتوے لوتوے قدمو؟
لأگۍ پأٹھۍ چھ چمکان
شبنم پھوٗر
زِرکون چھہ وُتھ کُملاوان
تہٕ عالم چھہ بُدلان
نبہٕ ڈٗندِس پیٹھ کِرھسنہٕ چھِ
یہ تیٚج تیغ رِکھ!

یہ کُس آو
یُس پھَش پھَش دِتھ
کھوٗنہِ منز بہناوان چھُ
ییہِ تہٕ ییہِ موٗنتہٕ میٹھِ کران چھُ
ہٕسی دٕندٕ کُس پلنگس پیٹھ
موصوم شُرِس
پینتہِ پَتہ پینٛتہِ مَس شیران چھُ

یہ کَمِ سٕندِ نالہٕ مَتہ چھُ
ضمیرُک بَنٛد بَر

مُوٕ رَنہٕ یوان
تہٕ اکھ پوشہٕ ٹور چھ حَرکتھ کران
اَکھا کھوٕتھ چھُ مُوٕ رَنہٕ یوان

گُستاخی چھُ وار یاہ نزدیکھ یوان
مگر میلہٕ وادٕ دوٗر
یہ کَمِ سُنٛد لوتو ے پدٕ صدا



# تیاگ

سیٹھاہ مشکل چھُ آسان
پٔتھ کرُن
ہوَن کرُن
تہٕ ہوَنس منز
"بہٕ" چ آہوتی دِنٕ

صِرف ختم کرنہٕ باپتھ
پٔنٕن سورُے کینہہ
ہوٕنکس نارس پٔشرُن
سیٹھاہ مشکل چھُ

[illegible] چھُ آسان
ژھارن
تمہِ نارِکس دِھس منز

سہٕ

یُس زِندگی ہنٛز تکمیل

کران چھُ

سیٹھاہ مُشکل چھُ آسان

وُچھنُ تمہِ کِس گاشس منٛز

سہٕ پرٛزر

یُس صِرف تیاگس منٛز پرٛزلان چھُ

سیٹھاہ مُشکل چھُ آسان

یہ سوٗرۍ کینہہ کرُن



## اَند

مُشکِل چھُنہٕ آسان

اَندیشہٕ سائتی

وقفہٕ مٕنٛجھن

وارِیاہ وَقفہٕ پتہٕ چھُ

یوان اَند

تہٕ تمہٕ ساتہٕ چھُ
پٲرتھ کینہہ اندان

نُورٕ کِس وُشنیرِس سأتی
چھُرلان اچانک
شُکُک اَنہٕ گوٹ

تہِ صاف صاف چھُ بوزنہٕ یوان
تمہِ ساتہٕ سورُی کینہہ

کُس ھیکہِ اَخرس تأنی
اَند واتُن رُکاوِتھ
یا وقفہٕ کہٕ ٹھہرأو سأتی
کُس ھیکہ پزِس کٔرتھ گُمراہ



# ژٕیر

ژٕیرتانٛ چھُ شونگان گرِ
بَند دروازن تہٕ
دٕ ہرِتھ پردن پتہٕ کَنہِ
ئمی سٕنٛز اچھ چھِ
میانٛ اُچھی منٛز
وُقس چھُ یِتہ
یوٗ ہے کأنٛہ ہیو
یُس لور چھُ روزان
سانین سارِنی کھوکھربن شَکلن

ازٕ چھُ مےٚ یُوت نگھ
میانہِ زِندگی ہُند راز
زِبہٕ ھیکہٕ اتھ چھسھ کٔرتھ
جاناوارن ہُند چُری گُبش

رتہ کالکہِ ییہِ اکہِ صُبحِ ژھوِ یہِ
یادی چھمنہِ پیوان زِ
کتھِ پأٹھی گیایہِ شروع میأنی زِندگی
شاید گیایہِ تمی ساتہِ
یمہِ ساتہِ دبدِ میأنس بُتھس اتھ ڈلاجو
پزٕ چھُ زِ دے مچھ میون دِل رٕزناوان
تہٕ بہٕ چھس اَسان گِندان
گرٕ چھُ زِ تُلی تُلی ہنگامہٕ کران
زَن تہٕ کانٛہہ اکو نچھ دُور تھاونہٕ خاطرٕ
بہٕ چھس نہٕ وَنی چیز
ٹھیکھ پأٹھی وُچھتھ ہبکان

کتھ دِمو
پننِس آسنس مُجراحی؟
غمنٛڈ سأتی، اَپزِ یقین دِیأنی سأتی
یا کم ضرف ترٛتہٕ کھأنی سأتی؟
یا تِم یاد کرٕتھ
یمَن اَسہِ پتٕھ بھروسہِ اوس؟

ژیرگو

موٚردن برونہہ کُنہِ تھاونہٕ آستین مَوٕن گژھِتہِ ہیکو مرزٕ پٕچھتھ

رِیتہٕ کول چھُ

بہٕ کتھِ ہیکَن یہٕ کَڈِتھ آخری سفرس



# نظم

## ۶

گٹہٕ کال رأژ اُس
نبدٕ رِ کامَن
پٹھہٕ شوٗر جَل پری
اُکس نبرل تارکس وُچھتھ مَس

واُجی منزٕ دٕراو سوٗنہٕ پچھر
تہٕ کو رُن وُڈو
دِلس رُمس رُمس منز
وُتھی تمِس نوٗرٕکی ملر

بہٕ کُس چھس؟
بہٕ کُس چھسَن ژھاران؟
کیاز چھسَن ژھاران؟



# درواز

۶

بنٛد دروازس نبرٕ اوس

گستانؠ آلوآلو کران

مے ووٚنُس نہٕ کھنٛز

گستانؠ ٹھہریوو

برس کوٚرُن ٹھک ٹھک

مے مٚوٗرنہٕ بر

دروازس تٕلؠ تھاو

گٕی تانؠ چِیٹھؠ

مے مٚوٗرونہٕ لفافہٕ تہٕ

"کِی ہولہٕ" مٔژر

رُودس وُچھان

زِنِہِرم دُنیاہ کیُتھ چھُ

ازٕ زَنتہٕ پھوٚل گَرِ کس

اَنہِ گٔٹِس مژ اچانکھ گاش

کیاہ وَکھ چھا جاُدٕ گر؟

مبہ کیا زِنہٕ پے زِگَرِس

کتھ سٕونَس مژ کیاہ چھُ میون

سوٗمُبر تھا اُنمتٕ گَنہٕ پھٔلِ

یاہوٚ کھنا اُکہِ مُتی پٔتہٕ وٕ تھر

یا یِنہٕ پوٗشرِی سٕژٕ ژھٕنَہٕ پکھ؟

مبہ بسنے دروازٕ مٔژرِی نہٕ

تبلہِ گوٗسپہٕ یہِ سوٗرِی

تہٕ گر بکہٕ دیوار کوٚت گیٚ؟

ہَواچھُوَنٛ اورِیور پکان

ٹھاکہٕ رُس

شِی شِی کران

شُورکیازِہُر یوو

یہٕ کیاہ چھُ سپدان؟



# میانٛی آخری وَنتی

یہِ چھ مِیون اَخری بَتہٕ
بَتہٕ سپدٕ اُتھ پھٔٹراُدی زِیوِیہِ تھال
تہٕ کاُسہِ دِزیونہٕ اَتھ منٛز بَتہٕ

رٔٹوِ،مبہ کٔڈ پٔنٛنۍ اَخری قمیض
مگر ہبس کرِ دٕ زیو

یِنہٕ مِیون کانٛہہ یار
زانٛہہ یہِ قمیض لاگہِ
یہِ قمیض تہٕ چھِ شاپہٕ لَد

یہِ میون بِستر، ٹوٹھ تکیہٕ
صبح سپدنہٕ برونٛہہ
گژھہِ یہِ زالُن

آتہٕ تھٕنہٕ تکیہٕ پھٹہٕ
تکیہٕ پھٹنہٕ ساٲتی چھُ
لاٲنس کھریوان

یہٕ کوٗل چھے نا
اَتھ کری زیوٗ صفاٲیی

تہٕ یہٕ ناوتھاوی زیوٗ زُونہٕ تلہٕ کنہٕ
مگر یِنہٕ وشفَن تہٕ کاٲنسہٕ زَنہٕ ساٲتی
اَتھ منز شونگو
مُلکُچ
ناو چھِ سانہٕ پنٕچ دِیوی
ازتہٕ

نیپر کنہٕ تھاٲوی مَتی
میاٲنی کھور بانہٕ یِنہٕ لاگہٕ
یہٕ ٲسی سُنٛد شُر چھُ کھوکھجہٕ پکان
بنہٕ ٹاٹھہٕ ھُنٛد نِکہٕ ماچھُ
ٹھاکھ کری ہنٛوس

مَہ دِی ہوٗس مَہ گُن پِنہٕ
بہٕ نیٖرِ وَنٕ
مگر پٔتِمن قدمَن ہندی نشانہٕ
پَتھ گُن ترٲوِتھ

یَس سۆنٛدرِ مَہ سبٹھاہ لول بۆر
تس ہٲوِ زبوٗیم نشانہٕ
مگر اَتھ وِزِ ہوس نہٕ لاگنہٕ
اَتھ گوٚو ہنٛس خراب



# یاد تھاوی زِ

آدمی ذاتھ ژٕہنز ساری بیزتی
نسلی شعورٕچ ساری بےقدری
ییٚنہٕ کینہہ مشی
کہنی منساوی زِ نہٕ
سوری تھاوی زِ و چھُس منز زٕ ژھرٕتھ

کمی پلہٕ ناوی ژٕ یہ
ژُو رِژُو رِ کھوشی اتھہٕ
سگریٹھ ڈلِہ ؟

تُس اوس
یمی گرانٕد رے
آواز بدٕ لتھ وٕ ن

......دِتم چھنہٕ یبتہٕ!''
سو......و......ر......و......ی تھأوی زِیاد
اکھا کھ نسلی ہنزٕ ......

لَتہٕ لور، ڈَکہٕ تھوکہٕ
تھزن ذأ ژن ہنزٕ بدسلوکی
نَس کھأنتھ پیش ییٚن ...........
یاد تھأوی زِ
سُوری تھأوی زِ وَچھس مَنزٕ ژھٕرِتھ

یہ سوُری ظُلم وَسہِ اکہِ دِۄہہ
دِریاو بٔنِتھ
تہٕ والہِ دوشوٕنی بٹھن پانس سأتی
توت تانی رُوزی زِ
پٔنٕز ژٕ بتھ کھنان ژھوپہٕ کٔرِتھ



# مےٚ مَہ کُرِو بیٚہ ذٔلیل

یوٗرپہٕ پرٛژھُوم
"ژٕ کُس چھُکھ؟"
مےٚ دوٗپمکھ جواب۔ "ایشین"
ایشیاھ پرٛژھُوم
تہٕ مےٚ وۄنمکھ ....."ہندوستانی"
ہندوستانہٕ پرٛژھُوم
تہٕ مےٚ وۄنمکھ ....."پنجابی"
پنجابہٕ پرٛژھُوم
"ژٕ کُس چھُکھ؟"
"مےٚ وۄنمکھ ....."مالوی"
پَتہٕ پرٛژھُک ضلعُک ناو
مےٚ وۄنمکھ ....."لدھیانہ
تہٕ ازکل فتح گڑھ صاحب"
پَتہٕ پرٛژھُک تحصیل

## پَتہٕ گام

مَبہ ووٚنمکھ سوٗری

اَمہِ پَتہٕ آو پرٕ ژھنہٕ
"گامس منٛز کیاہ چھُکھ ژٕ
جاٹھ کِنہٕ اچھوٗت؟"
مَبہ ووٚنمکھ...... "اچھوٗت"
پَتہٕ کورُکھ سوال
"اُچھوتو منٛز کُس چھُکھ؟"
مَبہ گنڈرٕ مَکھ گُلی تہٕ ووٚنمکھ......
بَس کٕرِو...... یہ گوسبٹھاہ
وَنٛی مہ پرٕ ژھوِ کہنٛز
مَبہ مہٕ کٕرِ دیہِ ذٕلیل



# مورشد

موٗرشد پَئنہِ چلمہِ منٛز
دِتہٕ مبہٕ نارٕ رَژھا
بہٕ چھس چاٗنی مُشکہِ تٕر
تہٕ چانہِ درگاہہِ پتھ چھُ مبہٕ
اِکہٕ گرِ دزُن......

یہٕ اوس چوٗنی لول
یُس جسمہٕ رأچہٕ آو
وَنی دزِ یہٕ جسم
تہٕ دِھ ہوٗو وٕتھ
ژھُکُ جسم نٹہٕ

تہٕ لو تہٕ وَنہٕ......
یُس تہٕ ہَوا اِکان چھُ
تہٕ درگاہہٕ کنٛی نیران چھُ
چانِن شہہٕ سمکھان چھُ
پیرانٕ چھُ مبہٕ کنٛی ہوٗہس سأتی رٕلن

مورشدِ پئنہٕ چلمہٕ منزٕ
دِتہٕ مبہٕ نارٕ رژھا
بہٕ چھُس چانٔ مُشکہٕ تُچ
تہٕ چانہِ درگاہِ پٹھ چھُ مبہ
اکہِ گرِدٕزن......

یِبلہٕ تُجہٕ ہیہٕ
خوشبوٗزٕ خوشبوٗ پھہٕلہٕ
لۆتہِ وَنہٕ کیاہ تانٔ
تہٕ پَتہٕ سوٗر ہیو گومُت
میون جِسم
پیِ ژیہہٕ قدمَن پَرن
تتھ چھُ چانٔی درگٔچھ
مبہِ سأتی رٔلن

مورَشدِ پئنہٕ چلمہٕ منزٕ
دِتہٕ مَبہٕ نارٕ رَژھا
بہٕ چھُس چانٔ مُشکہٕ تُچ
تہٕ چانہِ درگاہِ پٹھ چھُ مَبہ
اکہِ گرِدٕزن



## پٲھرٕ

گرٕ کو رأ ندی أندی
باغ بنأوِتھ گیر
تارِ نبرٕ ی لوگ پٲھرٕ
تہٕ پٲھرس إندی أندی کوٚر
وَسوٕ اَسو گیرٕ



## دُنیاہ

سٟنس سائٟتی رَٹنٛ سَتھ
ملیہٕ نشہٕ چھلتھ شریکِ حیات
رَچھنہٕ باپتھ
زٕ بمار شُری

گرٕ ..... یَتھ نہٕ آرامٕچ جاے وَنو
گٲھبن چیبن بے مزٕ
صِرف زِندٕ روز نہٕ باپَتھ جٕگھن
سوٗرُی بے رَس
یوت کٔرِتھ تہِ پُھس نہٕ بہٕ
دُنیاہہ نِشہٕ تنگ آمُت



# نظم

نیرٛ نک حُکم میلنہٕ پتہٕ
پنٕہ سہ گائبُر کھ
اَ کھ پنہٕ ؤ تھر ژھنُون
تہٕ پتو......بَس!

نہ، کانٛہہ ماتمی محفلِ نہٕ!
پنٕہ سہ ژ
تہذیب وتمدنکین
یمن ژھمین ہندِس بارس تل یکھ

ذرا سونچ ٹاٹھہِ
عالمس منٛز چھُ پٔرتھ گرِ
کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ
کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ رلِو رأو تھ
پٔنہِ اَمچھِ اُدراوان

کَروَر بزٕ اُچھی چھےٚ نَم
کَروَرِ بدٕ دِل چھِ پھٹمِتۍ
چھِیہِ پَے
پرٛتھ قدمہٕ چھکھ ژٕ
مَتھان کرورٕ بدۍ زُو

گَر پرٛتھ کانٛہہ کأم مُکَمَل
سَمکھ پَنٛنِس کأنٛسہ یارس
یُس نہٕ مبہ زانان آسہِ
وَن...... "شعر لیکھنٕچ کوشِشہِ منٛز
دٕیوٚت تِمۍ امانتھ"

اگراَ کھأشی قَطرٕ تیوٗسی پہٚو
بہٕ مانہٕ پٔژن پان
خوش نصیب



# تارِیخ لیکھونوِ سرِ

أچھر والَن درمیان
کھیَن منز چھِ
شِٹھیمتی آبہٕ پھیرٕ

کھوَجٕ کرونٕ دَگ چھےٚ
ہٕتِس منز روٹہٕ گاٗمو
ٹھوس زِندٕگی أندٕ أندٕ چھِ
کنٛڈی تارِساٗتی آوِتھ تجر بہٕ

ڈبکس پیٹھ چھِ
مَردن ھٕندیو اتھو لیکھنہٕ آمتی تحریر

یَم نہٕ نٕہنادنہٕ یِن
کُنہِ اِریزٕ رِساٗتی
کُنہِ رِموورِساٗتی
زِنٛمَن ھِنٛدی ممنوع قونون

یم ھَسکِہکھ ژِی نہناًوِتھ

بییہِ نہِ کاںٛہہ

وَلہِٕ اًسی لیکھو

بییہِ اَکہِ لَٹہِ پٔژن تاًریخ



تیلگو نظم

سُدھا

# ژبے پیٹِی پٕنُن جنگ لڑُن

پرٛتھ کانٛسہ چھُ پٕنُن جنگ لڑُن
پٔنٕنۍ لڑاے چھےٚ ژ بہٕ تہٕ پانے لڑٕنۍ
پٔنۍ خونہٕ سأتی
أڈِ جَن ہٕنٛزٕ وَسہ سأتی
سپرِ تہٕ تلوار گرٕنۍ

جنگ چھ چون
یہ اگر بییہ کانٛہہ لرِ
یہ گوادَھرم
چانہِ بأ پتھ اگر تلوار تہٕ سپر
بییہ کانٛہہ بناوِ
یہ گےٚ بےانِصأفی
چون جنگ لڑٕ پرٛتھ ساتہٕ بییو

ژبےٚ مبانٛہہ مبانٛہہ کرِتھ تہٕ ورگلاوِتھ
بناوِکھ چانہٕ بدلہٕ جنگی قونون
ژرٕ ٹھکھ وَچھس سأتؠ نالہٕ متہٕ
تہٕ دِژٕکھ چانہٕ باپتھ فلسفس تأویلہٕ
پتہٕ کھوژنأوکھ ژی
تہٕ ژبے خلاف تُلِکھ ہتھیار
اگر ہارُن تہٕ پیہٕ
جنگ گژھِ سُی لڑُن
یمہٕ سُند سُہ آسہ

اَگر تم چانہٕ باپتھ جنگ زیٚنن تہٕ
ژہارکھ سوری کینٛہہ
تہٕ واتکھ ہمیشہٕ خاطر
"شبہ دُنیاہٕ وُن"
ژبے پئی پنُن جنگ پانے لڑُن



"شبہ دنیاہٕ وُن" چھہ پورانن خنند ظہر یہ تم چھہ ہر لحاظہٕ زمینہ پٹھہ موجودٕ دنیاہٕ کھوتہٕ شبہ درجہ کم پایہٕ، شبہ دنیاہٕ وُن گوژھن تمن کو مکمل طور تباہ گوژھن

شیام سُندر بھارتی

# تماشہِ وانس منز

وَدوُن بَچہ کھوٗنہِ منز ہیتھ
ژاوسہ تماشہِ وانس منز

"او......او......او......او

مہ شہ وَد گوبراہ
وُچھ شہ یہ گو ہوٗش
یہ گوٗگل
یہ کیاہ شہ گو پوٗنچھ......
شاباش......وَدُن یگہِ نہٕ"

تمی وول بَچہ کھوٗنہِ منزٕ پتھر
بَچہ پھیوٗر ہورِ یور
تماشو منز ی
تہٕ صرف آس اکُی تماشہِ پسند
سہ یوٗک سو ڈی تہٕ تُلن ہندوق اتھس کیتھ



## اکھ

تاپھ اوس رُت
میانین کھورن ؤھتی
شِہلِس ہَٹھ



## زٕ
## ۶

پَر بتھ دوھہ چھُ
میانہِ وٲنسہ ہٕنٛزِ ڈایری منٛز
ژھینان شہن ھُندا اَکھا اَکھوَ رُکھ



# ترٚے

تِم چھ سمجھاوان
زِلِڑو
لڑٕن چھُ دھرم
زمین تہٕ اِنسان بچاونہٕ خاطرٕ

لڑٲی چھِ شروع سپدان
سارِوی برونٛہہ چھِ متھنہٕ یوان زمین
مَران چھُ اِنسان



# گُنٛز

دوٗژھِ منٛز زُون رٲتھ
وِنیو تھم ناژ بنٕے
یہِ چھی امرٕ بتھ
پچھے
یہ گرٕ چھے دِریاوَن ہٕنٛدی سوٗتھر
سمکھاوِنہٕ آمٕژ
مبہ ووٗل گُنٛزی گرٛوٗٹھ
مبہ آیہ اَنٛگس اَنٛگس نَرم نَرم پگھ
ہنا دُوریٖاوس
شامَس ژم گاٹلتھ
کامہِ پیٹھ آمٕت
تھوٗکمُت، ژھوٚنمُت
کرٕ بہٕنہٕ ژَمہِ ووٗل مزُور
پکی بالٹینگ گنٛدِ آب

پٲنِس جِسمَس چھوو

تَتھ پوٚختہٕ جِسمَس پٮ۪ٹھ پٮ۪تھۍ

آوسہٕ گُنٛڈِ آب

موٚختہٕ بُنتھ چھکرٕنہٕ

کٔبتھ پھلٕ پپہٕ میانِن پکھن پٮ۪ٹھ

مےٚ دِزٕ پکھن زیٚر تہٕ لچھِس وُڈنہٕ

بہٕ أسِس پوشِ ہشِ لۄزٕ

آسمانس کرِم واریاہ چکر

سأرِسۍ کائیناتس پھیرِس

ژھچِس......سأرِسۍ ژھأرِم

مےٚ چھِ واپس وَسُنٕ گُژھِ

زمینہِ پٮ۪ٹھ مِشتھ گأمُت



# گوڈنکہِ مزُک پزر

اَنہِ گٹہِ وَسہِ ؤنی کوٚل
گاشہِ سرِ اَکھ کِدل
تاپہِ کرایہِ دزوُن گُل
رُودسرِ اَکھ گرِ
سبزاراو نگلچہِ یَتھ مِنز
ہوکھان تلاو
پھُچہِ مَزِ دارِ منز ڈوٗلمت شیشہِ
مَس شیران خوتون
ماجہِ ہندِ کمزورِ اچھی گاشہِ کنی
سونہِ پَن تاران گُور
چھُتس ... پٹہِ پھیلمُت
کاٗ ... پوشوسائی وِلتھ
کنزس منزدانہِ

وۄزِ جٕرِ کھَل گردن کٔرِتھ طوطہٕ

دیوار چہٕ وسی پیمٕژ سیرِ

تہٕ بٕنیُو مُت ژأنگی تار

تارس پیٹھ گاہ ژھَٹہٕ وُن

کُن زون ژونگ

سرِ یہٕ گرِ ییہٕ

کرِ ییہٕ سرِ یہٕ

گرِ بنہٕ رأوی مَژٕ زِندگی ھُند

سوُری پَزر

ماجہِ ھٔنڈِ دۆدک

آدَن مَزٕ



# خون

راتھ کُبت ژیرتانی ہُشیار رُوزِتھ
یژھو مبہ تمام ذاتی مکانن منز اَژِن
مگر
ساری خابن ہِندِس قادس منز وُچھِتھ
ژاس بہ لاش گرس منز
یبلہ نہ واریاہس کالس تہ مبہ
اَتہ کانہہ دوس بنو
بہ بیوٗ ژھُس ریل گاڑِ ہنزِ پٹرِ پیٹھ
سِگریٹس پیٹھ سِگریٹ ہُکان
گشتی پُلیسچہ وَتہ منز اَسی مبہ
گوڈے جایہ جایہ کینہہ پونسہ چھکرادی متی
اَمہ پتہ
شِکارِ کِس تلاشس منز
دِژ مبے تارِ دِنے پانی پانس تھپھ

تہ بوڈ وِم پاَنس شرٛاکھ
مَگراَ کی لَٹہٕ شرٛاکھ بوٚ ڈِتھ
گو نہٕ شِکارٕ ختم
دوٕیمہٕ پھِر حملہ کرِنٕج اُس نہ منٛے سکتھ
دپہوم پبلِک فونس پٹھ کرَن پولیس باخبر
مگر نظرٕ پییَم زِقاتِل اوس ژلان
اَنہٕ گٹہٕ ھنٛدی تہہ ڈٲلتھ
لوگ مَبہ تَس پَتہٕ دورُن
تازٕ خون اوس
میانبن اَتھن تہٕ وُٹھن تہٕ نِکہٕ واربن لور
قاتِل یِیہٕ ضُرورزَٹنہٕ
مبہ اوس یقین
مگر خوف زِقاتِل رَٹنہ یِنہٕ بروٚنہہ
گوٚژھ نہ صُبح سَپدُن



# رِشتہٕ

یم رشتہٕ چھِ سٔنہ گوٚنیمتۍ
بہٕ چھُس نہٕ ہیکان یہُند بارٕ تُلتھ
لُکھ چھِ ہیکان
وٲلتھ کنٛوی دیوار
پھٔٹرِتھ شیشوی گر
مگر بہٕ چھُس نہٕ کھوٚلتھ ہیکان
ماز کرتھ ٲڈجبن ہنٛدی یم پنٛجر

رِشتہٕ چھِ لانہٕ لیکھتھ
اِتفاقہٕ بنیو مُت رشتہٕ
چھُ وٲنسن ھُنٛد قاُد
یم چھِنہٕ یارٕن ھنٛدی پأٹھی
ژھارنہٕ، ژارنہٕ یا مٔشراونہٕ ہیکان یتھ
یم رِشتہٕ چھِ سٔنہ گوٚنیمتۍ

بۄ چھُس نہٕ یِہُنٛد بار ہبکان تُلِتھ
وٕبھتی گنٛڈ چھِ یِم رِشتہ
زِبےٚ ناور شتن ہُنٛدِس سالیس تل
چھُس نہٕ بہٕ ہوش وحواس راوِرِتھ ہبکان
ازکل گُس مُچھ
اصلس تہٕ نقلس بۄن کڈان
بہٕ چھُس نہ ہبکانٕ تھس نقاب دِتھ
یِم رشتہ چھ سخ گونیمتۍ
بہٕ چھُس نہٕ یِہُنٛد بار ہبکان تُلِتھ



# چھِٹھ منز کیاہ سوٗزے؟

مے نشہِ چھی ......
ایٹلانٹک سمندرک آب
"پارِ جاتس" ہنٛز مرجانٛی زوٗنہِ گاش
شمالی قُطبہِ کین شینہِ ماداننِ ہند ہوا
اعتدالہٕ کہِ نُقطک سرٕ رِیہ
رتہٕ کالک شام
سوٗنتک صبح
وُہرٕ ژہنٛز راتھ
چلے کلانک تاپھ
وَہلک خُمار
مے نشہِ چھے
لیبیا کین جنگلن ہنٛز ژھوپہِ
عرب صحراوٕکین خامن ہنٛد مَس پیالہٕ
سِمہَل زُوِبن پیٹھ چھکرِتھ

شبنمی قطرن ہُند جود

جاپانہٕ کِس ستو پس میٹھی کرٕ ونہٕ

سری یہٕ سۄزرٕ اَنہرٕ شہٕ زٕ ژٕ

پکاسُو سِندِ بُرشِچ زیر

اَلکسندا! وَن وَن

چھِہ منز کیاہ سُوزے؟



پارجات:۔ سوز لدگ کُل لُش سمندر منعقن پتہٕ حاصل تیہٕ

# بُنلہِ پتہٕ

تمہٕ پتہٕ گئیہِ میأنِس دِلس تہٕ
چاکھ
میانہِ صٔبرکی تھوٚنگی تہِ آیہٕ
چھبلہِ چھبلہِ وٕستھ
تہٕ رلیہٕ مہوٚ سأتی
میأنی سٕونچہِ مال تہِ گیہٕ
پھلہِ پھلہِ
تہٕ میأنی احساسہٕ کوٚل وٕژھ
پاتال
یژھاین سٕپدی کھنڈر
مہون عزتِ نفس گو
بے جبس گأمتس لگہٕ امبارس تل
تہٕ بارس تل ژھوکہو

زمین چھےٚ ھبکان بأوِتھ پٔنٕنۍ تھرٕ تھرٕ
مگر میأنس وجودس منٛز
یہِ تہِ سپد ان چھُ
سہٕ رٕکتھ ہاوٕ
رٕکوَ باوٕ



# سَفر

چھوٗ نُے وزٕ امُت چھ سُفرس راہ مُسأفِر
نَہ چھس کانہہ پَتھ زِیُس پرٚاران روزِ بس
نَہ بُتھ دِگ دار کانہہ یُس ناز بوزِ بس
پھومُت اَسمانَس زٕنِ تارٕ کھوٗستھِ کانہہ

گُنی زوٗن لوٗسمت تھوٗکُمت ہَر یوٗمُت
پکان ڈوٗک کرِتھ دیوٗ واتہ گُن گُن
وٕنس تَل چھسنہٕ چھُم کَتھ گام واتُن
کھسان اکہٕ بالہٕ کرِ تیتھالہِ شاہ پھیر
وسان بیہٕ کھنگرِ دِمہٕ ڈوٗگس اندر تھکھ
پکِھ اَندٕ گامی تہٕ چھِس ہوٗنی لاران
یتِس شہرس اندرر بڑھ چھِس ٹُلان لُکھ
یتُھے پکِہ مَرگہِ مٔزی کنڈی اُس وَہَرن

کٔنَن گَتہٕ گوٗگنی تس پٔرِ یہِ وَنہٕ وُن
نَہ ڈُچھَن وِگنہِ گُنہ کولہٕ راو پھیران
وَنے کیٛا دِوتھو تام ڈأ جِہس وَتھ

ژھونڈن شُنیاہ ژھوکبو سبکہِ پٔتھ وِژٕن ڈاف
سُمے رَوزس نہٕ یتھ اِستادٕ گرِژھے
وُہان اوس سرِیہ، سبکھ اُس نارِ مَنقَل
پِھر بن أچھ بُس سہ اُسمانس وُچھان رُود

چھُ تنہٕ پٔتھٕ کاڈِتھ تِتھی جلیہِ موجُود
کھسان چھس شاہ بَند س گنہِ چھس نہٕ حَرکتھ

لُکو یبلہٕ وُچھ دٔ پکھ یہ چھُ رُوٗش گوٗمُت لین
مَندر کھورُ کھٕتِی سونہٕ سیر لأگھِ

یوان دٔ ہدِش چھِ توٗت بے وایہِ از لُگھ
کران یٔوگی ءَتی از کل تپسیا
بٔنو کھروٗح توٗ رُی سو کھٕ باپتھ چھِلاران



# رٕپھ

نَرِنارس مے وڑاے
نظراہ کرِم رامَن تہٕ بَس
نُور بُتھِ اُکھ ساد ظأہر گوو
تہٕ بھِکشا منگنہِ لوٗگ
لَچھمہٕ رٕپکھا وڑایہ مَنسأوِتھ تہٕ گوو
سیتایہ ژھَل
کُنہ تہِ رأپس چھنہٕ پڑھ
راونس، رامس
نہٕ سیتایی، نہٕ مےٚ



## ہمسوس

شێپنہٕ تھوٚس
ویرِ وارس اندٕ ونٕد
گٲیہٕ اویزان شاخ شاخ
چھوٚتہٕ پٔڑنۍ بَرجس پھلے
اَکھ تہٕ ہمسو سادڑاکھ

## آکار

میٲنۍ یمہٕ ہلی کلی حرف
میانہٕ اَکہِ بےوار ہیجلکی ژھایہِ گتِ
میانہٕ گنہِ چھنہٕ میٲنۍ آدن باُج زیو
ںَنے میون وارفتار سوچ
کانٛہہ اگر آکار میانن ژھارِ حرفن
لَبہِ کیاہ؟



# پَنہٕ پوٚنپرِ

پَنہٕ پوٚنپری رَٹنہٕ بروٚنہہ
گرٚ ھاِ اکھ پوٚشہِ وأر آسنی
پوٚشہِ وارِ منز گرٚھن
پوٚش آسنی
پوٚشن پٹھ بیہنہٕ خأطرٕ
گوٚھن پَنہٕ پوٚنپری آسنی

وَڈٕ نیری تو وارٕ وارٕ

وارٕ وارٕ مطلب
یِتھٕ پأٹھی ہوکھیٚ متمن پَن وٕتھرن پَٹھ
برأریکان چھِ
ہوتمن چھُ اکھ بوٚڈ پوٚش
تتھ پٹھ چھُ تیٚمِ کوٚدُر پَنہٕ پوٚنپر
اُورٕ یورٕ وُچھی زِنہٕ

اَتھس پنہٕ تھراژی
چانہٕ حِسابہٕ ژھنہٕ
پنہٕ پوشر بوعلاوٕ
دُنیاہس منز کہنی............
ژوٹھنہٕ؟
لوگاہ چانٮن ذالبن منز؟
ژھرٹہٕ ژھرٹ چھا کران؟
پکھ ژھنِہ؟
کیاہ؟ تروٕ تھنہٕ؟

تیلہٕ ووٕ تھراو
اُوٕ ٹلجن لاریومُت رُنگ
تہٕ ژھنی مرِ پکھ ہندی پنتی
جِسمہٕ پیٹھ
تہٕ پلوٕ وپیٹھ



# پابلو نیرودا

پابلو نیرودا آوراتھ

اِچانک سون

تِمی ساتہٕ اٚس بجلی گاٗمڑ

بہٕ اوسس شمع ژھاران

"ڈٲلِو بہو"، وونُس

"توھہِ ساٗتی چھےٚ وارِیاہ کتھہٕ کرنہِ یہٕ ونتھہِ بیٚوٹھ پتھر

"اٚد..... گتہِ پٹھہ کرو شروع"، پرٛونژ ھمُس

تہٕ وونُن..... "شاعری پٹھہٕ

مگر.....

آلمِ ااُرُمہٕ لیکھنی ترو مُت

مرنہٕ بروٚنہہ چھُ شاید

سارِنی لی باسان

پۆ زشاعری چھنہٕ کانٛہہ خطا''
تمس اوس بتھس پیٹھ عجیب دۄکھ
''بہٕ تہٕ ترٛاوا لیکھُن'' میہ پرٛۄژھس
سہٕ رُود خاموش
تمِیٕ سنٛز خاموشی تہٕ آس ٹٔظم
اچانک زن وۄتھ نبنٛدرِ
''کیاہ چھکھ وُچھان''؟ وۄنتھ
ڈرٛاو اِجازتھ ہینے تیز تیز قدَمو
اَسہٕ یِمہٕ گتھ کرٕنہٕ آسہٕ
تمہٕ پتہٕ مَہ دَنٛی
پننو نظمو ذٔریعہٕ
تمِیٕ سنٛز نظمہٕ وۄنتھ کرٕنہٕ

لۆتہٕ پأٹھی آس ڈرائنگ رُومس منٛز
نائیٹ ڈرٛیس لاگنہٕ
یِم پَلو لأگتھ آسِم
تِم کٔڈِم
تُبتھی آیہٕ بجلی

وُچھُم برہَنہٕ أنس منٛز

بہٕ تہٕ نیر ودا

یکہٕ وَٹہٕ ہٕاتھ

منٛزس أس نَظم



# اَکہِ ڈُوہہٕ کیاہ سپُد

اکہِ ڈُوہہٕ سپُد یہِ زِ
گرِن ترٲوِپٕنۍ جاۓ
کٔش ڈرایہِ وُڈُو کران
شُرۍ نہِ وایان
چکرس
کیاہ تانٛۍ سونچاہ کٔرِتھ
ڈرایہِ رٔژۍ کھنڈۍ
تھمب تہٕ نٔرِمٔنز ٔراہ ترٲوِتھ
نَژُناہ کَرِنہٕ
دیوارَ ودبۆت گٔن
ڈُورِ بلہِ کٔمسٕنز تانٛۍ پھسراۓ بُوزِکھ
لۆ تہٕ لِۆ تہِ ترٲوِکھتو رۍ گُن قدم
مبہ یُس وال کلینڈر
پٔنٕہِ شوقہٕ اونٛمت اوس

سہ ٕ آومَنہٕ نِش
تہٕ ژۆل گُنٔی وُڈوگٔرِتھ

گوڈٕ اوسُس بہٕ گرِس منٛز
گُن زوٗن
وَڑٕ گو ومیون گُنٛبرعام



# شمع

اَنہِ گٹ کوچہِ کِس
اَنہِ گٹ کُٹھِس منٛز
چھِ اکھ بزرگ جوان کربکھ وُزان
ہے، ہے مبہ ہسہ موءِ کلبو شمع
بیا کھ دِی توسہَ !
شمع وول چھُ
اَنہِ گٹہِ منٛز باٗنبر ہسوت اور یور کران
پرٛتھ کاٗنسہ ھٗندِس میزس پیٹھ چھُ
نو وٕ شمع تھاوان
کاٗنسہ چھُ شمع واوِ گرایہ ژھسو مُت
کاٗنسہِ چھُ شمع یورٕ وبگٕتھ موٕ کلبو مُت

پڑتھ دۄہہ چھِیتہٕ
ہَتہٕ بدی شمع وبگلان

مگرانہٕ گوٹ چھنہٕ وبگلان
بہٕ چھس یمہٕ کٹہٕ لبدٕ گاشہٕ نِشہٕ
تنگ آمُت
تہٕ مےٚ چھُ وَنِ ترٛوومُت یہِ وُنِن
"مےٚ ہسہٕ گوٚ شمع ختم"
مےٚ چھُ وَنی
اَنہٕ گٹس منٛزی رُوزٕ نک
فاصلہٕ کورمُت
توٚت تانی
یوٚت تانی گاش پھولہِ
زانٛہہ تہٕ پھولہِ گاش
مےٚ چھُ باسان
گاش پھولہِ



# بُتھ

یَتھن ہوٗتھن
ہُور یور مچھ پھکرِتھ
میون بُتھ
ہَتہٕ بَد بوٗ وٕزِ یو پٮ۪ٹھ چھُسن بہٕ
یہٕ سوٗمبرِتھ واتُن یژھان
گٕتھن رنگن ہِنٛدی پاٚٹھۍ
چھُنہٕ اَتھ واٚٹھۍ لگان
زبانٛی ہُنٛدِ "کوبِک فِلسہٕ" ساٚتۍ
چھُس بہٕ پٮ۪نٛتۍ واٹِنۍ یژھان
مگر اَکھ تہٕ پیوٗنت چھُنہٕ واتھ کھوان
.....میانِس بُتھِس چھِ کاٚتۍ رِشتہٕ
تہٕ میانین رِشتن کاٚتۍ بُتھۍ
یِنٛھۍ واتھ چھُس دِوان
سُی چھُ پَزر باسان

تہٕ تُھی سُہ پَزر باسان چھُ
تموٕ تھی چھُ سُہ وٕنۍ پتھ پھُٹان
کوٚچ ہے دَرِ تہٕ کِتھٕ؟

ازٕ لِچ دگ چھےٚ پیرٕ وسان
تہٕ میانٕۍ دِگ چھےٚ اتھ دٕ ھہِ سأتۍ وَلان
أُنِس منٛز چھس وُچھان
تہٕ سہاراچہِ سکہٕ ھُند جوار باٹا چھُم دٕ ریٖنٛٹھی گوھان
پوز میأنِس وجودس منٛز
چھُنہٕ رُژھ تہٕ اَثر وُٹلان

بیٛزٕ تی، لول، مائے، غوصہٕ، گُنبر
یَمہٕ صدی ھندی مُروَجہِ سِکہٕ چھِ
میأنِس وجودس منٛز
چھونہٕ روس آواز کران
تہٕ سٕمیہٕ ہہٕ سٕندین بٔجن تل چھِم
یِیتہِ ہوٚت تہٕ ہور یور چھکران



جگدیش جوشی

گجرأتی نظم

# راتھ

وَتن ہٕنٛزن بتبن ھُند گاش چھُ
میانہٕ اَنہٕ گٹ قلایہ پیٹھ
دأیر بناوان
تَس کُٔس وَنہٕ زِ
میون پیتھ کال تہٕ چھُ
پتھے پأٹھی
مبہٕ اندی پکھٕی دأیر أوتِھ
تہٕ اَمی دأیر کہِ مرکزٕ کِ پأٹھی
چھُ میون مستقبل

سبکہٕ پیٹھ گنٛدان گنٛدان
بنیمتِس کھوٚڈس منٛز چھُ أز
سمندر خاموش سَپدِتھ
ژورِبیُٔ ٹھمُت ......

تہٕ ہُٹھ پٕٹھکی شنکھ چھ وَزان
اَبی زُوزاَ ژن پٕٹھ چھ مُبہ رحم یوان
یَم بچارٕ کۆت گڑھن؟
تمہِ دۄہہ
کِتھ پاَٹھی آیو چھاونہٕ
ژرکہِ ساَتی سہ نفر
تہٕ سرکہِ پٕٹھ آیو
ہورتاَتی چھکرنہٕ
ہجر کی داستان باون واجنبن
چَھنبن ہٕندی پاَٹھی!
تمی نفرن دِژاَ یَے نہٕ کربکھ
دِژمہٕ تہٕ ما آسبن
پۆز مبہ چھُنہٕ یاد
بہٕ اوُس تمہِ ساتہٕ
ژرکہِ ہُند نمبر لیکھنس ساَتی آوُر

اَتھ وُچھن واَلِس
جوتِش سٕندِس اشتہاَری

بۆ رڑس پیٹھ

چھِ میانہِ رکھٕ وُتلان

سمندر چھُ شانٛت

سبکھ چھےٚ سفید

ہُون چھُ کرٕہُن ......

سہ چھُ کوٚستانٛی بوٚے ژھاران

أتھس تُگس وَنہِ زِ

سوٚ بوٚے چھِ

میانہِ انہِ گٕڑ قلایہِ پیٹھ

دأیرِ بٔنتھِ محفوظ

شألس چھُ ژیچھِ کربکہِ منز

وَدُن شوبان

راتھ چھےٚ ژوپاسے



# وسہِ ہٕنٛدِ ناوِ

(1)

نَبہِ دَندرُس وَتہِ پتھ
ہوٚت پھِسرارین منٛز
چون ناو
اکہِ واوِرنگہِ
تہٕ پَتہٕ ژرایہِ بالہٕ پتٕ
ہوٚکھۍ متبن پنہٕ وتھرن ہُنٛد
بور ہیتھ

لوسہٕ ژ نہٕ سرۍ یک آکار چھُ
زِژ کھمبن ہُنٛد گاہ......
وانجہِ منٛز لوٚتہِ لوٚتہِ وسان
وٚبسۍ
ژٕ چھکھہٕ تتھے پأٹھۍ یوان

(2)

اکہِ دوٚھہِ منٛجیتھ ناژیہہ
تنہا اَنہِ گٹہِ رأژ منٛز

اکھ گاشہِ دوژھ

مبہ تہِ کریہِ ساٲرسیٖ وُٛرِ
بے اَنتھ آکاشس منز

ساٲری اِسری یہ یکجاہ
مگر دوژھ آیہ نہٕ برِتھ

وبس

گُنہِ گُنہِ کوتاہ مشکلِ چھُ گژھان
رژھ کھنڈ تہِ دِبُن

(3)

وبس

وُنی چھکھ نہٕ ژِتہِ زٕہی کہنہ منگان

مبہ تہِ چھِ وُٹھ

گنہِ پَلن ہندی پاٹھی خاموش کرِ ئِ متی

وبس

کیاہ تمن پٹھ پیاہ زانہہ تٕ ہے
پٔنہِ اَڈٕلیکہِ تکمیلُک عکس گرُن ......



# دلیل

## ۱

اکھ جاناوار آو
ٮ۪یُون پھولاہ تہٕ گو
بیا کھ جاناوار آو
ٮ۪یُون پھولاہ تہٕ گو

ترٕیُم جاناوار آو
تہٕ لوگُن گیوُن
پٮ۪نٮ۪ی لیہِ منزٕ کرٕنووُن پان
تہٕ بیوٹھ سرانا دھیانا کرِتھ

ترٕیمس کُن حقارتہٕ سان وُچھِتھ
آو ژُورِم جاناوار
ٮ۪یُون پھولاہ تہٕ گو

توتہِ آوسہٕ ترٕ ٲسُم جاناوار

تہٕ گیوٗ ناہ کورُن

تہٕ پتٕنی لَیہ منٛز پانٕ کٕرٕناوِتھ

بیوٗٹھ سرانا دھیانا گٔرِتھ



# شاپھ

میانہٕ نَظمہِ چھِنہٕ لَفظ
میأنس غمس چھنہٕ اِظہار
اءِمنکس کوترس چھنہٕ پکھہٕ
وُچھ، أچھن چھنہٕ گاش
میانبن پوشن چھنہٕ رنگ

ماچھ چھنہٕ
وُٹھ کُمجار چھنہٕ
خوشبوے چھنہٕ
میأنس جِسمس چھنہٕ ژھاے
ژھاءنس لدأ چھن منز
چھنہٕ چون عکس
چھنہٕ ہم کھور

نہٕ باٗ ھ
تَتھ چھِ موٗٹ رَز گنڈِتھ

یہ میأنۍ سکِج کول چھے
آبہٕ رٕوس
اَتھ منز وَسِہ نہٕ ژون

یہِ کُس چھُ بڈٕ ہٹہٕ
کرکہٕ ناد کران
یہ کُس چھُ ابلیسہٕ سندی پأٹھی اَسان؟
اوہ
پھیٚمِٹہٕ أنکی پأٹھی چھکراوان
وٕڈ زُل رَتھ
پوشہِ ٹور یِیہِ وٕسۍ
پے کَس لگہِ؟
وُچھ میانہِ نَرِچھِ خأل
چاکھ سینہٕ
أنتھ رُس گُنبر
یُس چانہِ مہربأنی زوِ پٹھ آمُت اوس
سُہ ہوٚکھ زادِ سفرس تانی

اَزِ چہِ تِہاوَتہِ
پکِہ زِژھاٲری ژھاٲری لُورڈِ کھرتھ

برونٛہہ ..... بییہِ برونٛہہ
یُتھنہٕ ٹھۄرکھ

پننہٕ رَژھ تہِ آرام گَرکھ
ژبے پیٚیی وُنہِ پکُنی

چانہِ باپتھ آونہٕ وُنہِ
کانٛہہ حُکم



# زَ نگ

ہَرِ ش چندرگھاءِ نکس سُورِس منز
یوسہ یہِ اڑِ زِ زنگ چھےٚ
یہِ کمہِ مَرِ چ چھےٚ ؟
رُوحک قرار ژھارنہِ باپتھ
کاٗتبن مندرن تہِ متھن منز
رُوز لتھہِ وَنہِ یوان؟
کاٗتین آستانن ہنزن ہیرَن
رُوز کھسان تہِ وَسان
قرُبتک بورنگھِ والان؟
کیاہِ پتہِ رُوزاہ گامہِ کھہَن منز
وَانہِ دلندن پتہِ پتہِ دوران تہِ دَوان
فصلَن ہندی خاب وونان تہِ شیران؟
کیاہِ پتہِ رُوزاہ بڈبن شہرن منز
دربَدر

ٹرین پلیٹ فارمن پیٹھ
پیٹھی سومبراوان؟
تھچھو آسنس رانہٕ
کڑالہٕ مژو اُڈرن کران کران؟

پھچھو آسنس اُڈی جہٕ
اِنصاف ژھاران ژھاران
اکہٕ عدالتہٕ پیٹھہٕ
بییس عدالتس تانٛ؟
کھڑا کھڑا آسبس گیوٗر آمت
لاشن ہُنٛد بن پڑسن گھلن برونہہ کنہٕ؟
اُمی زنگہٕ تہٕ آسن
کاتی زِند زُو مٔتھی متہٕ
یا آسہٕ یہٕ سوزنگ
یتھ دولہٕ آسہن وُچھان
شرابی اُچھی
کھیلہٕ ماداتن تہٕ ژن محفلن منز
یم تہٕ زخم یا نشانہٕ اتھ زنگہٕ لگہٕ

تہنز داستان چھے

دۆ کھ بُرتھ

شینہٕ بالِچہ تارِ منز تارِ یُو

تہٕ تاپہٕ کرایہ منز ڈزِ مژ زنگ

واژٲخرس گنگا یہٕ بٹھس پٹھ

کلس تہٕ ینلس میول موکھش

صرف چھِ یہ زنگ

تاپس منز

نارس تہٕ آبس منزس

وُنہ تہٕ

نوِزٕ نمکی دور برژینان

بے قرار، شانٔشہ ہُو...........



# اِقتدار

بہٕ چھُس نفرسُی
مگر از چھِ مَبہ
ساٲرِی جامہٕ دارِ تھڑٕ ھنمتی
بہٕ چھُس سبٕ منز وَنس
تہٕ وَن چھُ مَبہ ناٲلی ژھنمت
مُلکُک سورُی ہوا
مُلکُک سوری آب
چھِ مُیانہِ موٚ چھِ منز قاٗد
باقیٚن ہُندی حِصہٕ تہٕ دِیو
از مَبے کھبنہٕ

کھر سٕہس چھِ پاژہ چاٮ۪نٹ آسان
اِز چھِ مَبہ ساس چاٮ۪نٹ پانس
میاٲنس رُمَس رُمَس منز چھِ

کھرٕ سٕہہ سۍڈِ پٔنجہِ وفہٕ تلنٕہتۍ
زٔمن ہئژِ تژ شنایہِ چھُ
میأنس وجودس منٛز کاڈ کوڈُمُت
مُلکٕچ سأری زمین
مُللکُک سوٗری اسمان
چھ اُز میانہِ مۆ چھِ منٛز قاد
راتھ تأنۍ اوٗسس بہٕ رۆسۍ کٕٹ
پَنہٕ ؤتھرٕن ژھایہِ پان کھٹان
تہٕ وسۍ پیٚتمۍ وٕتھر گھنبس تہِ کھوژان
از چھُس بہٕ یِمہِ وَنٛک
بےٚ تاج بادشاہ
مَبہٕ چھِ حکومت اتھس منٛز
مَبہٕ چھِ سأرۍ جامہٕ دأرِتھ دِتۍ حیتۍ
مَبہٕ چھُ وَن نالی ژھنمت



# یہِ کیاز سپُد تمہِ ساتہٕ

خبر
یہِ کیاز سپُد تمہِ ساتہٕ ؟

یتھ نُوِس ڈیرس پٹھ چھُ
دا اِ یاہ جاے
سبٹھاہ سوٗکھ چھُ، آرام چھُ
بڈ بارٕ حویل چھِ
آنگن چھُ
ڈالانہٕ چھُ
سوٗری کینہہ چھُ "سیپریٹ"

بہٕ سجاون یہ حویل
پنٕنہِ پسندٕ حسابہٕ
اندٕ رنبرٕ

آنگن تہٕ تہٕ ڈالانہٕ تہٕ
بہٕ تھٕ پاٹھی روزان اُوسس
بہٕ رُوزٕ تمہ کھوٚتہٕ لچھہِ گنہٕ جان پاٹھی
مگر، خبر یہ کیاہ سپد تمہِ ساتہٕ؟
یلہ مَے تمہِ پہر منٛز
ساری چیز نبر کڈی
خبر کیاز آوٚ مَے اچھن منٛز اوش
خبر کیاز باسو مے
زِ بہٕ آس اکس کھسِہ منٛز لاینہٕ

دِلس منٛز اوس
خوٚشی ہُند گاش پھولمت
زِ دورِ سبٹھاہ دُورِ
اسمانہٕ کہ دَندِ پٹھ
آوٚ اکھ اوبرٕ لونگ
تہٕ وانجہٕ گوبار ہنو
خبر یہ کیاز سپد تمہِ ساتہٕ؟



# ہرُد

طوفان خٔتم سپدٕ نہٕ پتہٕ
گونہٕ وارِیا ہس کاکس
کُنہِ کانٛہہ نوٚن
اسمان اوس خالی
زمین اٲس ژھوپہٕ دم گرِتھ
وَتہِ پوداوس پوشہِ وٕتھروٲرِتھ
زمینہٕ پیٹھ آسہٕ
امبارن منٛز
سوٚنٛزٕ لہٕ
شبنم پھیرِ منٛز ژراو
سوٚنٛزٕ لہِ ہندا کھ حصہٕ
تہٕ ژٕٹن تمہِ سنٛزن اٲچھن منٛز جاے
کوٚتمہِ زمینس دِتھ
کور تمہِ عاجزی سان

دَیہِ سُند شُکر
تَتھ بَدٕ شکل دیوارس وٕنن

بَد رَد
یِمٕ از تانی
پیتی خوبصوُرتھ نظارٕ کھڑٕ متیٖ آسی

دوٚیِمہِ دۄہہ کھُلیِہ
دوہ دِشکی پاٹھی بازر
ہیوٚن کُنٕن سَپُد
چایہِ پبالو منٛزٕ دوٚتھ صُبح

بَہہ بَنٕتھ
شُری گٔیہِ تلاوس منز
پَتُن بُتھ وُچھِتھ سخ خوش
دارِ کنی دٕرایہِ بُڈٕ اَتھٕ نبر
تہٕ ہَر دۄٕ تھٔرَن ھنٛدی پاٹھی
کٔرکھ حَرکتھ

نومٔبَرن رٕتھ .....

بَہہٕ دٕراو پوشہِ پدیو دَوِ

سکولہٕ شُر بن ہٕندِ دُعا گر بزٕ سأتی
آ وسوری اَسمان آوراونہٕ
ژ ے دۆہس ژٕ ہچہِ ہسوان
اورٕ یور کران
شُری آ یہِ شامس ٕ گرٕ
اَنہِ گوٹ دۆن حصن منز ژٕ ٹتھ
رُو دشال رأتی راتس وَدان
دۆیمہ دۆھ
دُورو َنس منز
وۆن مںہ لۆتہِ
لُنجہِ پیٹھ ٕ وِستھ آ ٕ تی اُ کی پَنہٕ وِ تھرن
"سوٗنتھ پُچھ راتھ
سنٕدھیا وقتس آمت"



راجیندر بھنڈاری

نیپالی نظم

# لول ژھاران ژھاران

بالہٕ پٮ۪ٹھہٕ ژھالہٕ ؤژھمِژ کوٗلہٕ
دِژ پاتھلہٕ اوٗرٕ یور نظر
تہٕ بَڈٕ ہٕٹہٕ لوٗیَن کَس تانی ناد
لول ژھارنہٕ
ژایہِ باپتھٕ ہوت وَنس منز
تہٕ دِژِن ژھٕنبچھ

راتہٕ مو غلن دِژ اَنہٕ گٹہٕ منز کرِتھ
مگر عنبدِ رِہِ ہومُت وَن گونہٕ بدار
اڑواٹس ساتی چھاونہٕ ینہٕ پتہٕ
سوٚ تیٚیہٕ تمہٕ کِسنز کرِتھ
آیہٕ کہٕ وَصلک زِپھ کران اَسی
ہوٚ کھٔیہٕ منز مکایہِ وِتھر بیٚیہٕ ہوٚ کھان
سرس الُنجو پٮ۪ٹھی تتھے نظراہ دِتھ

رؤ پارٕ تانٛ

رِسُبل اؤ برٕ کھوٗل

لولہٕ ژھارِ منٛزٕ بے قرار

رأ ژڈول صُبحاٮ۪ے

دؤ ہیٚس تھس اَتھ

شادمأنی پھوٚجِ ژؤ پاسے گُلِ آفتاب ہٕنتھ

لول ژھاران ژھاران

مٕنٛز چھیپہٕ کوٚلہٕ

وُکرٕ کھ

وُ دٕ ہٕ وو ٹھ کُرٕ کھ

ہتہٕ وہرٕ بڈن دوٚت

سورگہٕ وأسی خاندارِ نہٕ ہٕندِس

فوٹوَس

نرم وجہِ سأتی فَش

ہتہٕ دژاو بازر

سرٕ کہِ پٹھ چکراہ دِنہٕ

لول ژھاران ژھاران

گٲژ زیوو وَنس منٛز ٚہہ

تہٕ پتہٕ نبر اش سٕپد تھ ژاو

نزدیٖکھی گھو پھہِ منٛز

راتس کَنہِ پھُٹر آٮ۪تھ

کمأوی ہتو پأنسو سأتی

بَنو ورَ نو پرن سنمایایہِ باپتھ

شیٖتین روٗپین ہُند تاج محل

لول ژھاران ژھاران گئے

رُوانڈا ہکیٖ لیچھِ بُدی گندرقو ربان

بوسنیا، سری لنکا تہٕ فلسطین گیہ رَتہٕ ہیری

زمین گیہ بیمار

صِرف لول ژھاران ژھاران

لول ژھاران ژھاران



---

برٚس: ۔ اکھ بار پکھ مُکل ۔ ھیٖشم گُمس ہنٛز

رنو پرتہٕ سنمایا: ۔ لولہِ منٛز/ عام عاشق (یم دوے یم لیپا گر کہانِس

ہندی کردار چھ)

# رأتی راتس

واوٕطفان آسہِ رأتی راتس
تہٕ لول کرِی دٕلکَس دروازس
ٹُھک ٹُھک
واوٕطفان آسہِ رأتی راتس
تہٕ لول دِیِ ژنٕے
ہَو ہہٕ اَپارِناد
واوٕطفان آسہِ رأتی راتس
تہٕ لول دِیہِ دارِ کنٕی ووٕٹھ
رأتی راتس یِی ژیہہ
تمی سٕنٕدِ کلُک زخم بوزٕنہٕ
یِبلہِ زن لول
چأنس برس نبرٕ گنہِ
سِری آسہِ سپد ان
پنٕنِسی خُوٗنس منز

صجس نیرَ کھڑِ گُٹھِ منٛزٕ نبر
سبزار چھِ تِھے پأٹھۍ شانت سپدان
خونچےٚ چےٚ
تِھے پأٹھۍ چھُ لول گبوان
گُنی زوٗن
دأن تھرِ منٛز
دلیلن منٛز
تہٕ منٛزٕ پٔزی پأٹھۍ
سبِد سبوٚد



# سمسارٕ زٕکرٕ

زِندگی چھسم کتہِ تانٛی مُشتھ گامٕژ

موت چھُ

اکہِ خوفناکھ خابکی پأٹھۍ

مےٚ بروٗنٛہہِ کنہِ

منٛزس چھےٚ

کینٛہہ زٲنٛی کارہبر

یِمن بہٕ

دوٚہے وسہٕ کھس کران چھس

مگر پتہٕ چھس

سوٗرۍ کینٛہہ مُشران



# شأیرن ہٕنٛز زان

**پروفیسر شہریار:۔** ۱۶/جون ۱۹۳۶ء منٛز بُلند شہرس منٛز زامتی پروفیسر شہریار چھِ اُردو ادبی دنیاہس منٛز اکھ معتبر شأیر مانہٕ یوان۔ یِہُند اصلی ناو چھُ اخلاق محمد خان۔ یِہنٛز ژور شارٕ سوٗمبرنہٕ چھےٚ وٕنکھ تانۍ چھاپ سپٕز مٕژ۔ یِمن چھُ اُتر پردیش اُردو اکادمی ایوارڑ تہٕ ساہتہ اکادمی ایوارڑ میوٗمُت۔ یِمو چھِ کینہہ مقبول فلمی باتھ لیکھی متی۔

**ندا فاضلی :۔** یِم چھِ ۱۲/اکتوبر ۱۹۳۸ء منٛز دِلہِ زامتی۔ یِم چھُ اُردو تہٕ ہندی زبانن منٛز لیکھان۔ ہندی لیس تہٕ اُردو ہس منٛز چھکھ وٕنکھ تانۍ ژور ژور شارٕ سوٗمبرنہٕ شایع گرِمٕژ۔ یِمو چھِ زٕ ناولہٕ تہٕ اکھ تنقیدی مقالہٕ تہٕ چھاپ کورٕمُت۔ یِمن چھُ ساہتہ اکادمی ایوارڑ، جے دیال ایوارڑ، مہاراشٹر

اردو اکادمی یواڑ، روٹیرین ایکسلینس

ایواڑ، اردو ہندی سنگم پُرسکار تہٕ خسرو پرسکار بیترٕ

میلی متیٖ۔ یمٕ چھِ فلمو باپتھ تہٕ لیکھان۔

**رما کانت رتھ:۔** یم چھِ اڑیہ شاعر۔ کٹک شہرس منز چھِ ۱۳ ر دسمبر ۱۹۳۴ء منز زامتیٖ۔ اُڑیہ زبانِ منز چھِ یہندی وارِیاہ شار مجموعہ چھاپ سپدی متیٖ۔ یہنز شاعری چھِ مختلف زبانَن منز ترجمہ تہٕ سپدمُت۔ یمٕ چھِ ازکل ساہتہ اکادمی ہندی صدر۔

**رنجیتا نائیک:۔** اُڑیہ شاعرہ۔ زاسنہٕ ۱۹۵۵ء۔ اُڑیہ زبانِ منز ڈنبھ تانی زِ شارٕ سومبرنہٕ شایع سپز مژ۔ شاعری منز نوی تجربہ کرنہٕ کنی اڑیہ ادبی حلقن منز اکھ خاص جاے حاصل کرنس منز کامیاب۔

**منوہر بندھو پادھیائے:۔** ۵ ر ستمبر ۱۹۴۹ء منز زامتیٖ منوہر بندھو پادھیائے چھِ ہندی تہٕ انگریزی زبانَن منز لیکھان۔ یمٕ چھِ شاعر افسانہٕ نگار آسنہٕ علاوٕ مختلف سماجی موضوعن پیٹھ تہٕ مضمون، رپورٹ بیترٕ لیکھان۔ انگریزی زبانِ منز چھےٚ یہنز ژور شارٕ سومبرنہٕ چھاپ سپزمژٕ۔ امہٕ علاوٕ چھےٚ انگریزی زبانِ منزی اکھ افسانہٕ سومبرن تہٕ بازر آمُت۔ ہندی لیس منز چھِ ژور

شاعری مجموعہ اکھ ناول تہٕ وارِیاہ
ترجمہٕ شایع کرِمتۍ۔

**جینت مہاپاتر** :۔ ۲۲/اکتوبر ۱۹۲۸ء منز کٹک شہرس منز زامتۍ جینت چھ انگریزی زبانۍ ہندی مشہور شأیر۔ انگریزی زبانۍ منز چھِ یہندی وارِیاہ شارٕ مجموعہ وُنبکھ تانۍ چھاپ سپدی متۍ۔ قومی تہٕ بین القوأمی زبانن منز چھُ یہٕندِن نظمن ترجمہٕ سپُدمُت۔ یمن چھُ ۱۹۸۱ء منز ساہتہِ اکادمی ایوارڈ تہِ دِنہٕ آمُت۔

**وریندر کمار بٹاچاریہ** :۔ آسامی زبانۍ ہندی بُہلہ پایہ شأیر آسی ۱۹۲۸ء منز زامتۍ تہٕ ۱۹۹۷ء منز سپدی سورگہٕ واسی۔ یم چھِ آسامی زبانۍ ہندی تھدِ پایکی ناول نگار تہِ۔ یمن چھُ ساہتہ اکادمی ایوارڈٕ علاوٕ گیان پیٹھ ایوارڈ تہِ دِنہٕ آمُت۔

**ہرے کرشن ڈیکا** :۔ یم چھِ ۱۹۴۳ء منز زامتۍ۔ آسامی زبانۍ منز چھِ شأیری کران تہٕ افسانہٕ تہِ چھِ لیکھان۔ یہندی چھِ وُنبکھ تانۍ ترےٚ شارٕ مجموعہ چھاپ سپدی متۍ۔ اَمہِ علاوٕ چھُکھ افسانن ہُند اَکھ مجموعہ تہِ شایع کورٕمُت۔ ہرے کرشن ڈیکا چھِ ساہتہ اکادمی ینامہٕ یافتہٕ۔

**سبودھ سرکار** :۔ سبودھ چھِ بنگألی زبانۍ ہندی مشہور شأیر۔

یِم چھِ ۲۸ /اکتوبر ۱۹۵۷ء منٛز
زامتٕ۔ وُنبکھ تانٛی چھپکھ پانٛژھ شارِ سوٚمبرنہٕ
شایع سپٕز مژٕ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ یمو وارِیاہ کتابہٕ ایڈٹ تہٕ کرِ مژٕ۔
یِہنٛزن نظمن چھِ ہندی، اُڑیہ، کنٔڈ، انگریزی تہٕ تمل زبانن منٛز
ترجمہٕ سپدِ مُت تہٕ کتابی صورتس منٛز بازرتہٕ آمٕت۔

**دیبی رائے** :۔ ہاوڑہ مغربی بنگالس منٛز ۳۰/اگست
۱۹۳۸ء منٛز زامُت رائے چھُ بنگالی زبانٕ ہُند نامدار شاعر۔ وُنبکھ
تانٛی چھےٚ یِہنٛز ۱۱ شارِ سوٚمبرنہٕ شایع سپٕز مژٕ۔ یِہنٛز شاعری چھےٚ ترجمہٕ
پٔتہٕ انگریزی، سپینش، جرمن، سویڈش، اردو، مراٹھی، اُڑیہ، گجراتی
تہٕ تمل زبانن منٛز شایع سپٕز مژٕ۔ یمو چھِ تنقیدی مضمونن ہنٛز کتابہٕ
رتہٕ بنگالی زبانٕ منٛز شایع کرِ مژٕ۔ یمن چھُ سویڈنک اُتر پردباسی
ایوارڈ تہٕ شکتی چٹوپادیائے میموریل ایوارڈ تہٕ دِنہٕ آمٕت۔

**سنتوکھ سنگھ دھیر** :۔ یِم چھِ بسی پٹھانا
پنجابس منٛز ۱۹۲۰ء منٛز زامتٕ۔ وُنبکھ تانٛی چھِ یِہنٛدی نو افسانہٕ مجموعہ
، ژور ناولہٕ، کاہ شارِ سوٚمبرنہٕ، اکھ سفرنامہٕ تہٕ اَکھ ادبی مجموعہ
چھاپ سپدی متی۔ یِہنٛزن کینٛژن کہانین پٮ۪ٹھ چھ
فلمہٕ تہٕ بنیمژٕ۔ یمن چھُ پنجاب آرٹ کونسل

ایواڑ ، سویت لینڈ نہرو ایواڑ تہٕ

ساہتہ اکادمی ایواڑ دِنہٕ آمٕت۔

امرتا پریتم :۔ ۳۱ / اگست ۱۹۱۹ء منز گجر انوالہ پنجابہٕ زٲمژ پنجٲبی شٲعر امرتا پریتم چھِ برصغیرچ تھدِ پائچ قلم کار۔ وُنبکھِ تانی چھ یِہنز ۵۵ کھوتہٕ زیادٕ کتابہٕ چھپیمژٕ۔ دنیا ہچین تقریباً تمام بجن زبانن منز چھ یِہنزن کتابن ہندی ترجمہ شایع سپدی متی۔ یِمَن چھ پنجاب گورنمنٹ ایواڑ، ساہتہ اکادمی ایواڑ، دِلی یونیورسٹی ہُند اعزازی ڈاکٹریٹ، بلغاریہ یُک واتپسرو ایواڑ تہٕ گیان پیٹھ ایواڑ تہٕ دِنہٕ آمٕت۔

شُنمکھ سُبیّا :۔ ۲۱ / دسمبر ۱۹۲۴ء منز سُ زٲمتی شُنمکھ سبیّا چھِ تمل ادبی دُنیاہس منز شاعری منز موضوع تہٕ ہیتٕ حسابہٕ نوی تہٕ نبرل تجربہ کرنہٕ کِنی سیٹھاہ مقبول سپدی متی۔ یِہندِ مرنہٕ برونہہ چھِ حال حالی یِہنز کلیات ترتیب دِتھ چھاپ کرنہٕ آمژ۔

پشووِیارا ماسوامی:۔ کنیا کُماری منز ۳۰ / مئی ۱۹۳۱ء منز زٲمتی سُندر راما سوامی چھِ تمل زبٲنی منز شاعری علاوٕ افسانہٕ تہٕ لیکھان۔ یِہنز لیوکھمٕت اکھ ناول چھُ سیٹھاہ مقبول سپدمُت۔ یمو چھِ

وُنِکھ تانٛۍ زافسانہٕ سوٚمبرنہٕ تہٕ اکھ
شارٕسوٚمبرن شایع کٔرمِژ۔

**شِلا لوٚلتا:** ۔۱۲؍جولائی ۱۹۶۲ءمنٛز زاموٕژ شِلا چھِ پیشہٕ
کنہِ ووٚستاد۔ اَمِس چھِ پنٛنو نظموکنہِ ادبی حلقن منٛز سیٹھاہ کم وقتس
منٛز وارِیاہ کامیابی۔ شِلا چھِ شارلیکھنہٕ علاوٕترجمہٕ کاری ساتی تہِ وابستہٕ۔

**سُدھا:** ۔سُدھا چھےٚ تیلگوزبانۍ منٛز شارلیکھنہٕ علاوٕسماجیاتہٕ
کِبن موضوعن پٮ۪ٹھ اخبارن ہُنٛدِ خاطرٕ تہِ لیکھان۔ یہِ چھِ زنانن
ہنٛزِ بہبودی ہُنٛدٮ۪ن وارِیاہن پروگرامن ساتی وابستہ۔ اَمِہ سنٛزِ
شأیری منٛز تہِ چھِ اَمِک اَثر ٹاکارٕنوٚن۔

**سانوردَتّیا:** ۔۱۹۴۸ءمنٛز زامتٕ راجستھانۍ زبانۍ ہندی
قدآور شأیر تہٕ افسانہٕ نگار گیٚ ۱۹۹۲ءمنٛز رحمت حق۔ راجستھانۍ زبانۍ
منٛز چھِکھ شےٚ شار مجموعہٕ، پانٛژھ افسانہٕ مجموعہ تہٕ اَکھ طنزیہ مضمونن
ہُنٛد مجموعہ چھاپ سپدِمُت۔ ھندی زبانۍ منٛز چھُ یِہنٛد اکھ غزلن
ہُنٛد مجموعہ تہٕ بچن ہُنٛدِ باپتھ شأیری ہُنٛد مجموعہ تہِ شایع سپدِمُت۔

**شیام سُندر بھارتی:** ۔اُدےپورس
منٛز ۶؍اگست ۱۹۵۰ءمنز زامتٕ بھارتی چھِ ھندی تہٕ
راجستھانۍ زبانن منٛز لیکھان۔ راجستھانۍ

زبانٕ منز چھُ وُنبکھ تانٕ یوٚھند اکھ
رُبایَن ہُند مجموعہ تہٕ نظمن ہُند مجموعہ چھاپ
سپد مُت۔ ھندی زبانٕ منز چھُ یہند بن غزلن ہُند انتخاب
بازر آمت۔

**پدما سچدیو:** ۱۹۴۰ء منز جمہٕ کس پرُمنڈل گامس منز زامو۔ پدما سچدیو چھےٚ ڈوگری زبانٕ ہنز گوڈنِچ زنانہٕ شأیر۔ یہندی چھِ وُنبکھ تانٕ ڈوگری زبانٕ منز شےٚ شارٕ مجموعہ شایع سپدی متی یبلہٕ زن اکھ شارٕ سومُبرن ہندی زبانٕ منز تہٕ چھاپ سپز مُو چھےٚ۔ یہنز اکھ افسانہٕ سومُبرن تہٕ ملاقاتن ہنز زِ کتابہٕ تہٕ چھےٚ بازر آمٕو۔ یمن چھُ جموں و کشمیر کلچرل اکادمی ایواڑ، ساہتہ اکادمی ایواڑ، سوویت لینڈ نہرو ایواڑ، پدم شری تہٕ سوہار دسمان تہٕ دِنہٕ آمت۔

**اُوشا وِیاس:** ڈاکٹر اوشا چھےٚ ۱۹۵۰ء منز کٹھوعہ زامو۔ یمو چھِ پننہٕ خاص زبانٕ ورتاوِ کنہٕ ڈوگری کہأنی تہٕ شأیری منز اکھ منفرد جاے حأصل کرمژٕ۔ یم چھِ ڈوگری علاوٕ ھندی زبانٕ منز تہِ لیکھان۔ یم چھِ ازکل شیرازٕ ھندی شعبکٕ چیف ایڈیٹر۔

**شیام جے سنگھانی:** ۱۹۳۷ء منز کوئیٹہ بلوچستانس منز زامتی
جے سنگھانی چھِ ازکل

مُمبیہ منز روزان۔ یَم چھِ سندھی
زبانٕ ہنٛدی بہلہ پایہِ شاعر، کہانی کار تہٕ ناول
نِگار۔ یِہُنٛز چھےٚ وُنبکھ تانْ اڈ دۄر جن کتابہٕ بازر آمژٕ۔

**موہنی ہنگورانی:**۔ ولہِ منز ۲۵ /نومبر ۱۹۵۴ء منز زامژٕ موہنی چھِ سندھی تہٕ ہندی زبانٕ منز شاعری کران۔ شار لیکھنہٕ علاوٕ چھِ یم نثر نگار تہٕ۔

**ہرش دیو مادھو:**۔ ۲۰ /اکتوبر ۱۹۵۴ء منز زامتی ہرش دیو چھِ شاعر، افسانہٕ نگار، ڈرامہ نویس تہٕ نقاد۔ یَم چھِ زیادٕ سنسکرت زبانٕ منزی لیکھان۔ مگر ہندی، گجراتی تہٕ انگریزی زبانن منز تہٕ چھےٚ یِہُنٛز کینہہ کتابہٕ بازر آمژٕ۔ یمو چھےٚ وُنبکھ تانْ ۴۰ کتابہٕ شایع کرِمژٕ۔ یمَن چھِ اُٹھ ینامہٕ تہٕ میلِٕ متی۔ یمن چھُ اصلی ناو جانی ہرش وردھن من سُکھ لال۔ پیشہ کنہٕ ۆستاد ہرش دیو سنزن تخلیقن چھُ وارِیاہن زبانن منز ترجمہ تہٕ سپد مُت۔

**موتی لال ساقی:**۔ ۵ /ستمبر ۱۹۳۶ء منز بڈی یار بالا سرینگرِ زامتی ساقی سپدی نووِ دِلہِ منز مئی ۹۹ء منز سورگہٕ واسی۔ تِم اُسی تھدِ پایکی شاعر، نقاد، محقق، زبان دان تہٕ تاریخ دان۔ وُنبکھ تانْ چھےٚ تِہنٛز تربے

شارٕ سوٗمبرنہٕ چھاپ سپٕز مٕژ۔ تم
اُسی ترجمہٕ کارتہٕ مُرتب تہٕ۔ تمن چھُ ساہتہ اکادمی
ایوارٕڑ علاوٕ پدم شری تہٕ دِنہٕ آمٕت۔

**امین کامل** :۔ ۸ مارچ ۱۹۲۴ء منز کپرن شوپیٛنہٕ زامتی کامل چھِ شاعر، ناول نگار، افسانہٕ نویس تہٕ نقاد۔ یہندی ترےٚ شارٕ مجموعہ، اکھ افسانہٕ مجموعہ، تہٕ اکھ ناول چھےٚ چھاپ سپٕز مٕژ۔ کامل صاب چھِ کاشر زبانٕ ہٕندٕ بٕن صفِ اوٚلکبن لکھاربن منز شامل۔ یمن چھُ ساہتہ اکادمی ایوارڈ تہٕ دِنہٕ آمٕت۔

**ترو ملیش**:۔ کنڈ زبانٕ ہٕندی بٕہلہ پایہٕ شاعرٕ کلنگر ویٚنکپا ترو ملیش چھِ اروٗنزاہ وٕہری، یم چھ لسانیاتکی پروفیسر۔ کنڈ زبانٕ منز چھِ یہندی ترےٚ شارٕ مجموعہ چھاپ سپدٕمتی۔

**ناموگسالے** :۔ اگست ۱۹۴۴ء منز زامتی ناموگسالے چھِ مشہور کنڈ شاعر تہٕ ناول نگار۔ یہندی چھِ وُنبہ تانی ۱۳ ناول تہٕ پانژھ شارٕ مجموعہ چھاپ سپدمتی۔ یمن چھُ کرناٹک ساہتہ اکادمی انعامہٕ علاوٕ بی ایچ شری دھرینامہٕ تہٕ کڈنگولڈوکاویہ پرسکار علاوٕ بییہٕ تہٕ وارِیاہ ایوارڈ میلیٕمتی۔

**اروُن ساکھر دانڈیے**:۔ کونکنی زبانۍ
ھندی پُر اثر شاعر ارون چھِ ۸ر ستمبر ۱۹۴۸ء منز زامتۍ ۔ یہند
کونکنی نظمن ھنز سومبرن چھےٚ کینہ وری برونہہ بازر آمژ ۔

**سُدیش شرد لوٹلی کار**:۔ پونڈا اس منز
۳۰ر دسمبر ۱۹۶۴ء منز زامتۍ لوٹلی کار چھِ کونکنی علاوٕ مراٹھی زبانۍ منز تہٕ
لیکھان ۔ مراٹھی تہٕ کونکنی زبانن منز چھُ یہند اکھ اکھ شارٕ مجموعہٕ چھاپ
سپُدمت ۔ یمن چھ مُراٹھی گرنتھ سنگر ہالیہ ایوارڈ، کونکنی بھاشا منڈل ایوارڈ،
کلا اکادمی ساہتہ ایوارڈ علاوٕ بییہ تہِ کینہہ ینامہ دِنہٕ آمتۍ ۔

**یوسف میکوان**:۔ گجراتی زبانۍ ھندی لکھاری
میکوان چھِ گجراتہِ کس کھیڈا ضلعس منز ۹۳۶ء منز زامتۍ ۔ یِم
چھ شاعری کرنہٕ علاوٕ افسانہٕ تہِ لیکھان ۔ یہند اکھ افسانہٕ مجموعہ، زٕ
ناولہٕ تہٕ واریاہ ابسے چھِ چھاپ سپدی متۍ ۔ یمن چھ ساہتہ اکادمی
ایوارڈ تہٕ دِنہٕ آمت ۔

**جگدیش جوشی**:۔ گجراتی زبانۍ
ھندی مؤتبر شاعر، دانشور تہٕ مفکر۔

## بلونت دھو نگڈے:-

موہے کر بلٹرانا ہس منز ۵/اپریل ۱۹۴۷ء منز زامتؔ بلونت چھ مراٹھی زبانٕی ہندی نامور شاعر، ڈرامہ نقاد، سٹیج فن کار، تھیٹر پروڈیوسر تہٕ لکھاری۔ یم چھ تھیٹر کمپنی "شرپیس" کی رُوح رواں۔ یمن چھ تھیٹرٕ باپتھ مہاراشٹر سرکارن ایواڑ دیُتمُت۔ یہنز ترٕ شارٕ سومبرنہٕ چھے وُنبکھ تانی بازرآمژٕ۔

**منگیش پاڈگاونکر**:- وینگرلا ہس منز ۱۹۲۹ء منز زامتؔ منگیش چھ جدید مراٹھی شاعری ہندی ساروی کھوتہٕ موتبر شایر ماننہٕ یوان۔ یہند گوڈنیک شارٕ مجموعہ سپُد ۱۹۵۰ء منز شایع۔ وُنبکھ تانی چھِ یہندی ۲۴ شارٕ مجموعہ چھاپ سپُدی متی۔ یمو منزٕ واریاہن مجموعن ھُند مختلف ھندوستانٕی زبانن منز ترجمہ تہٕ کرنہٕ آو۔ ۱۹۸۰ء منز آو یمن ساہتہ اکادمی انعام دنہٕ۔

**سُگت کماری**:- ترِوانتھاپورمس منز ۱۹۳۴ء جنوری منز زامژ سُگت کماری چھے ملیالم زبانٕی ھنزٕ بزرگ تہٕ پُراثر شاعر۔ یہنزٕ چھے پانژھ شارٕ سومبرنہٕ وُنبکھ تانی شایع سپُدمژٕ۔ کیرل ساہتہ اکادمی ایواڑ تہٕ وایلار ایواڑٕ علاوٕ چھُ یمن ساہتہ

اکادمی ایوارڈ تہٕ دِنہٕ آمت۔

**کے سچدانندن :۔** پُللوٹ کیرلہٕ ۲۸ مئی ۱۹۴۶ ءمنز زامتی سچدانندن چھ ملیالم زبٲنی ہنٛدی بٔہلہ پایہٕ شٲیر، نقادتہٕ ترجمہ کار۔ یہٕندٕ نظمن ہُند چھ ہنٛدی علاوٕ باقی ہندوستٲنی زبانن منٛز ترجمہٕ کرنہٕ آمت۔ یِم چھِ ساہتہ اکادمی ہنٛدی سیکرٹری۔

**جیو کانت :۔** ڈےاوڑ مدھوبنی منٛز ۲۵ جُلے ۱۹۳۶ ءمنز زامتی جیوکانت چھِ میتھلی زبٲنی ہنٛدی صفحہ اوٕلکی شٲیر، افسانہٕ نگار تہٕ ناول نگار۔ وُنکھتانی چھےٚ یہٕنزٕ پانژھ ناولہٕ چھاپ سپٕزمٕژ۔ ترٛیو افسانہٕ مجموعو علاوٕ چھِ یہندی ترٛےٚ شارٕ مجموعہٕ تہٕ شایع سپدِ متیِ۔

**بھیم ناتھ جھا :۔** کوٗیلکھ مدھوبنی منٛز ۱۷ فروری ۱۹۵۴ ءمنز زامتِ جھا چھِ شٲیری علاوٕ افسانہٕ تہٕ لیکھان تہٕ تنقید تہٕ۔ تنقیدس پٮ۪ٹھ چھےٚ یہٕنزٕ پانژھ کتابہٕ چھاپ سپٕزمٕژ۔ یِلہ زن یہندی ترٛےٚ شارٕ مجموعہ تہٕ شایع سپدی متی چھِ۔ یِموٚ چھےٚ وارِیاہ کتابہٕ ترتیب دِژمٕژ۔ ساہتہ اکادمی چھُ یِمن ایوارڈ تہٕ دِیُتمُت۔

**ھرک بہادر چھیتری :۔** یِم چھ ۸ مئی ۱۹۵۷ ءمنز زامتِ۔ شٲیری علاوٕ چھِ یِم افسانہٕ تہٕ لیکھان۔

نیپالی ادبی حلقن منز چھِ ہرک بہادُر
بحیثیت نقاد تہٕ أنہٕ یوان۔ یمو چھُ انسأنی حقوقن
سأتی وابستہٕ وارِیاہَن موضوعن پٮ۪ٹھ لیوٚکھمُت ونبھ تازٕ
چھُکھ اکھ اپسے مجموعہ شایع کوٚرمُت۔
راجیندر بھنڈاری :- یِم چھِ کلمپوردار جیلنگہٕ
۲۸ ستمبر ۱۹۵٦ ہٕ منز زامتی۔ وُنبھ تازٕ چھِ یہندی زِ شارٕ مجموعہ شایع سپدی
ہٕتی۔ یِمن چھُ شأیری باپتھ دیالو پُرسکار تہٕ دِنہٕ آمُت۔
گگن گل :- نوجوان شأیر گگن گل چھِ دلہ منز ۱۹۵۹ ہٕ منز زامتی۔ ھندی
زبأنی منز چھِ یہندی زِ شعر مجموعہ چھاپ سپدٕ ہٕتی۔ یِم چھِ پنجأبی زبأنی پٮ۪ٹھ ھندی یس منز
ترجمہٕ تہٕ کران۔ یِمن چھُ بھارت بھوشن اگروال ینامہٕ تہٕ سنسکرتی پرسکار تہٕ دِنہٕ آمُت۔
ڈاکٹر اشوک جیرَتھ :- مختلف زبانَن منز لیکھن وألی اشوک
جیرتھ چھِ جمکی روزَن وألی۔ ونہٕ س تازٕ چھکھ ژٕ کتابہٕ شایع سپز مژٕ۔ یِمن
چھُ انسأنی وسیلن ہٕنز ترقی ہٕنزِ وراژٕ ہُند قومی ینامہٕ، کلچرل اکادمی ینامہٕ تہٕ
بال کلیان سنستھان کانپورُک ینامہ تہٕ دنہٕ آمت۔ ہمالیأئی
تہذیبس پٮ۪ٹھ چھے یِمو واریاہ کتابہٕ لیچھمژٕ۔ شأیرآسنہٕ علاوٕ چھِ
یِم کہأنی کارتہٕ۔ ریڈیو کشمیر کِس جمہ کِس
سٹیشنس چھُ وُنکِس ڈایریکٹر۔

# ترجمس متعلق زان

ستیش وِمل سُندِ ڈسی کرنہٕ آمتی ترجمہٕ

| زبان | | شأیِر |
|---|---|---|
| اُردو | : | شہریار |
| اُڑیہ | : | رنجینا نایک |
| انگریزی | : | منوہر بندھو پادھیاے |
| انگریزی | : | جینت مہاپاتر |
| بنگالی | : | دِہی راے |
| پنجأبی | : | سنتوکھ سنگھ دھیر |
| پنجأبی | : | امرتا پریتم |
| تمل | : | شُنمکھ سبیا |
| تمل | : | پشتو ویاراماسوامی |
| راجستھأنی | : | سانوڑیا |
| راجستھأنی | : | شیام سُندر بھارتی |
| سِندھی | : | شیام جے سنگھانی |
| سندھی | : | موہنی ہنگورانی |
| سنسکرت | : | ہرش دیو مادھو |

| | |
|---|---|
| کونکنی | : اروِن ساکھرادلانڈے |
| کونکنی | : سُدیش شرد لوٹلی کار |
| مرأٹھی | : بلونت دھونگڈے |
| مرأٹھی | : منگیش پاڈگاونکر |
| میتھلی | : جیوکانت |
| میتھلی | : بھیم ناتھ جھا |
| نیپألی | : راجیند ربھنڈاری |
| ہندی | : گگن گِل |

## درخشاں اندرابی ہندِ دٔسی کرنہٕ آمتی ترجمہٕ

| | | |
|---|---|---|
| اُردو | : | نِدا فاضلی |
| اُڑیہ | : | رما کانت رَتھ |
| آسامی | : | ورِیندر کمار بھٹا چاریہ |
| آسامی | : | ہرے کرشن ڈیکا |
| بنگالی | : | سبودھ سرکار |
| تیلگو | : | شلا لولتا |
| تیلگو | : | سُدھا |
| ڈوگری | : | پدما سچدیو |
| ڈوگری | : | اُوشا وِیاس |
| کنڑ | : | تِروملیش |
| کنڑ | : | تا۔موگسالے |
| گُجرأتی | : | یوسُف میکوان |
| گُجرأتی | : | جگدیش جوشی |
| ملیالم | : | سُگت کُماری |
| ملیالم | : | کے سچد انندن |
| نیپالی | : | ہرک بہادُر چھیتری |
| ہندِی | : | اشوک جیرتھ |



درکشان اندرابی



ستیش وِمل

# JAHAAR

*Kashmiri Translation of Selected Indian Poems*

*Compiled & Translated by* **SATISH VIMAL & DARAKHSHAN ANDRABI**

مطبوعہ۔ ایس ایس آفسیٹ پرنٹرز ردی پی آئی جموں فون ۔543336